# بُتراتُ اَچھن منٛز

قدآور علاقٕک محقق - ادیب
تنقید نگار تہٕ لول شاعر جناب
ناجی منور صابن دربارس منز
اَکھ پناہ گزین سنٛد پوشہٕ تورٕ ادین

موہن لال آش

ناشر:۔ ناگراد ادبی سنگم جموں۔

# فہرست

# اظہارِ تشکُر

اِنسان چھُنہٕ کُنے زٕوٕن مُنزِ لَس پَلَن ہێکان کٔرِتھ - لٲزِمی
چھُ بنان زِ اَمِس گژھن ڈکھ رٹن وٲلۍ آسنۍ - دٕپان چھِ "دِیارٕ
وُڈل مرِ مگر یارٕ وُڈل چھُنہٕ مران" - یہِ مِثال چھِ شاید میانے باپتھ
گرنہٕ آمژ -

تِکیازِ مےٚ چھُ واٲنِسہ منٛز حرف یار کمہِ ناوی ہێتھ -
یتھ شارٕ سومبرنہِ کرُ بدری ناتھ ابِھلاشن عرق ریزی سان کیلی گرافی
میانۍ مستانہٕ یارن پیارے لال سدھ لِشی صابن بتھوٕ ٹاٹُٹل - تتہٕ ناگراد
کیو جُملہٕ منبرو دِیُم میٹھ میٹھ - ڈاکٹر بھوشن لال کول - ڈی - لِٹ چھُ یتھ
میانِہ شارٕ سومبرنہِ چھاپنس پرارن - تہٕ اَمِس کیاہ چھُ اَتھ کُرن تہِ چھمنہٕ
خبر - بہٕ چھُس یمن رفیقن تہٕ دوستن ہُندہ احسان مَند - یُہند لول
تہٕ سٕریہہ چھُ میون سَرمایہِ زٕلینت - میانِہ اَدبی سفرکُ سٲتھی - لوح
پریم ناتھ شاد کتہِ مٔرِ مےٚ - ییٚمہِ سہٹاہ عرق ریزی سان ییٚمہِ کِتابہِ ہنٛز
پروف ریڈِنگ کٔر - بہٕ چھُس اَمی ہُندہ احسان مند -

یارن ہُند یار -

موہن لال آتش

دُرگا نگر جموں

# کاشُر زبان ادَب تہٕ ادیب

کاشُر زبان گیہِ پتھ کالہٕ پیٹھٕ از کالس تام غاٲبن ہُنٛز شکار ۔ اکہِ
سونتہٕ لٕژ سنسکرت زباںٕ رتہٕ پھینیہِ تہٕ دوٚیمہِ سونتہٕ ننگلاوِ فارسی زباںٕ ہٕندی
غاںٛزی ووٚدرن ۔ یہِ زبان رُوز دوٚہے ینتھی ہُنٛدی دوہ نکھ والان ۔ نہٕ کوٚرُس
غاںٛر پانٕھٕ کاںٛشہِ تہٕ نہٕ ترٲوُس از راہ کرم کاںٛشہِ زٕٹ تہِ ناںٛلی ۔ اتھ گیہِ نہٕ زینہٕ
کالہٕ پیٹھٕ از کالس تام کانٛہہ سرکاری سرپرستی حاصل ۔ کشیرِ منٛز رٕہتھ تہٕ کاشرِن
پیٹھٕ حکوٗمت کرن والیو حکمرانو کوٚر اَتھ زباںٕ سٕتؠ ووٚرہِ ماجہِ ہُنٛد سلوٗک ۔ یہِ
زبان آیہِ پتھ کھوٚرِ ورگن ہُنٛز زبان تصور کرنہٕ تہٕ اَتھ زباںٕ منٛز لیکھنُک مطلب
اوٚس شہنشاہن ہٕنٛدِس دربارس منٛز پانےٚ پانَس دستار والُن ۔ صرف پیٚہوٲکِس
سنسکرت عالِم ممٹ آچاریہ ہس اَتھ کیتھ کُن زوٚن زِ لوکھ چھ ماجہ زٕوِلِشہِ
دوٚران تہٕ دوٚن لوکن پٕزِ پننہِ مادری زباںٕ منٛز لیکھُن ۔

امہِ پتہٕ تہٕ بٔیلہِ لل دیدِ ھٹیھٕ کاشرِس منٛز شیو فِلاسفی ہٕنٛدِ اودیتہٕ
وادٕچ تفسیر آسان شارن منٛز کٔر ۔ امہِ وقتہٕ کین اہلِ قلمن گھٕٹ نہٕ یہ شاعری پکارُس
چنانچہ ییٚلہِ اُمی ہٕندیو دوٚیوہم عمرو جون راج تہٕ شری ورن پننہِ تاریخہٕ مکمل
کرِ ، یمو دِیت نہٕ اُمِس شیولوگنی ہُنٛد حوالہٕ تہِ کُنہ جایہِ ، بہٕ کوٚرکھ اُمی ہُنٛد زِکرہے

بتوٗ کوٗرٕ اُمس مہان کاشرِ ڈیکہ بجہِ ہشد ناوٕے BLACK OUT تکیازٕ
تمن کھوٗت نہٕ یہ مہان ادبی دِیت چکارس۔ سہ اوٕ موٗجوٗب زِ اکھ زنانہٕ
موہنیوو فلسفچہِ بجہ بجہِ کتھ کران۔ تمن آیہِ نہٕ اَتھ ساتھ برابری مگر آفرین تہٕ
مرحبا تمن کاشرین یمو دوٚن ہتن وری ین یہِ کلامہ سینہٕ بہ سینہٕ برونٛہہ پکنوو۔
یوٗتانٛ داوٗد مشکواتی مآبن "اسرار الابرار" کتابہ منٛز ماجہِ کشیرِ ہنٛزِ اُمس ڈیکہ
بجہ کورِ خراج پیش کوٗرٕ۔ موغل آیہِ تہٕ وزیرو تہٕ عالمو ہیوٗت فارسی بولن۔
پٹھان آیہ تہٕ عالم تہٕ فاضل لگی ودہلی پشتوٗ زبان ہیٚچھنہِ۔ اگر پٹھان دور وارہٕ
یہس کالس روزِ ہے پشتو زبان ما آسہِ ہے راج بھاشا بنے مژ۔
سکھ دورس تہٕ ڈوگرِ شاہی دِیت اُردو زبانٛی ووتھو۔ اَتھ دورس
منٛز گیہِ کاشر زبان تہٕ ڈوگری زبان دوشوے شہید پتہٕ آو عوامی راج۔ لوکو
کوٗرٕ اَتھ وژھہِ وآلنچہ اِستقبال۔ کاشرِ لو دوٚپ "بالہٕ پتہٕ کُھر ژھالہٕ ماران واوہ مال"
مگر پیٚیلہِ کیٛنہہ کالا گوٚو کاشرِ لو تل اَتھ بچہ ہٹانہٕ اَتہِ آس برار بٔلہ یہِ ژٕج ہٹانہٕ
تُمی پھٚیے۔ تہٕ ادیب تہٕ گو نماہ رِوٗدی اَتھ موٗران۔
کاشرِس قومس منٛز زاونہٕ وُنہِ کانہہ کمال پاشا۔ یمی آزادی حاصل
کرنہٕ پتہٕ حرفِ شین رہیتن منٛز ترکی زبان سرکاری تہٕ کارو بآرِی زبان قرار دِژ۔
نہٕ اَتھ محکمس خلاف ورزی کرن وآلی ہشدِ خاطرٕ آو عمر قاد دِنگ فاصلہ کرنہٕ۔
نا پُرسانکس دورِ آشوبس منٛز تہِ روٗچھ کاشرہ لو قلم کارو۔ فنکارو نہٕ گلو
کارو ماجہِ ریوِ ہشد تقدس۔ تِم روٗدی برابر کاشرِ زبانٛی منٛز لیکھان۔ کیٛنہہ طمع

بناوٲر ۔ تہٕ کُنہِ سرکٲرۍ مدتہٕ بغٲر ۔ یِمو جگر مشد دوستو کُن گرِیک زیور تہٕ کتابہٕ
کرِکھ چھاپ ۔ یِتھ کِنہٕ گوو یہِ کاروان برونٚہہ پکان ۔ بہٕ تہِ چھُس اَمے کاروانک
اکھ قلمی سِپاہ ۔ بہٕ تہِ چھُس اُتھی ماجہ زیوِ منٛز اوگرِ تھوگرِ کیتھ کران ۔
دپان " کُلی مُشد بول بوش چھُ کُلی ہُنٛز ماجہ نوش کران " ۔
بہٕ چھُس یِمہٕ وے ہینجٲرۍ کتھو سیتی یہ موج نوش کران تہٕ اُمی مُشد
دایہِ خٲطرٕ حٲصِل کرنچ کوٗشِش کران ۔ تِکیازِ یہ زبان چھِ سانِہو زیشو
مِنی شورو ۔ سادو ، سنتو ، گلوکارو ، محنت کشو تہٕ کامگارو عرشس کھاج ہِژ ۔

سرکٲرۍ سرپرستی نہٕ آسنہٕ باوجوٗد چھُ اَتھ زبٲنۍ منٛز تیوٗت لفظی
سرمایہٕ موجوٗد زِ یہِ ہیکہِ ہون باقیے ترقی یافتہ زبانن لرِ لور تھاوِتھ ۔ اَتھ
زبٲنۍ منٛز چھُ ادب ۔ اسطوٗر ۔ خاب ۔ نفسیات ۔ سماجی علوم ۔ رسم و رِواج ۔ مالہٕ
وودٕ رسہٕ ۔ یاترایہِ ۔ جغرافیٲیی خد و خال ۔ مذہبی تہذیبی تہٕ ثقافتی واقاتن ہُند
اکھ خزانہٕ موجوٗد ۔

یہِ میانۍ شاعرٕ سومبرن تہِ چھُ اَمے سِلسِلُک اکھ پنٛ ۔ اَتھ کتابہِ منٛز چھُ
میانہِ سونچن تراین ہُند عکس ۔ کٲشرِ زبٲنۍ پیٹھ آو تمہِ ساتہٕ شب خون ثراونہٕ
ییلہِ سنہٕ نمتھس منٛز وچھان وُچھان لِکھارن ہُنٛز اکھ بڑ چھو کھ گٔیہ جلایہ وطن
تہٕ خانہٕ بروشن ہِنٛدی پاٹھی رٲدی باہٕ گرنٛد ہیتھ اَکہِ جایہِ پیٹھ دوٚیمہِ جایہِ
وانگیچھ وور ژھاران ۔ جذبات میانۍ چھُ تتھی ییپس شپ ٹھرِ تھاوان ۔
ییمہِ سالابہٕ منٛزی ادیبن ہُند یاوُن ۔ جذبات ۔ بیافہٕ ییپرِ وژھ ۔ تہذیٖز شاعری

بنے یِہ مرثیہ - سینہٕ کوٚلی ہٕنٛدٕ عالم - دِوان آلو چھُنا کُنہِ کانٛہہ چھینا - اسہِ رآوی
آدن کالکی یار - ژمِن بٔھر بٔھرِتہٕ اَسہِ مَرمَر -

وۄلٕی آو تمہٕ زمہر پرس ہنا ٹھہراو - ٹیکہٕ بٹنہِ ہیٚنٛزن پھولنہِ - بید مُشکس
ژراو بامُن -

میانہِ وۄندرِچ سہتہ چھ مےٚ ہرموکھس ۄلٕی دِیاوان نہٕ علمدارسَ گلہِ میٹھ
رنگی پنہنی شار ڈالہِ سوزان - مےٚ چھ یٔیمہِ کیٚتھ ہنٛز زٔنَ تہٕ بشارت ہیچ ہٕتٕر زِ
دۄہا بنہِ یِہ اوٚبرِ زانڈ موکلہِ نہٕ سنگرمالہٕ پھولنس ستی لگہِ اسہِ بھوسنٛدِتار -
تہٕ ساٲنی نارٕ تتی بلن -

تکیازِ بڈشاہ چھُنا امہِ بُتراتھ منٛز دراہُت تہٕ ستی سَرس چھنا کشپ رٕشی
ملہٕ ژارگ دُعاے غآر کوٚزمُت -

سیٹھہ شارٕ سومبرنہِ منٛز چھُ میانین عقیدن تہٕ امارن ہٕنٛز بھاگی رٔچھی
تہٕ ہوہ ماران - دیان کوٚشر بولنہٕ ستی چھ کٲشرین ہٕنٛدِ فلسفی انہارگ -
جذبن - تہذیبی دورن - اجتمٲعی شعورٕ نہٕ عقیدن ہٕنٛدِ پیٚ میلان -

اگر تنقید نِگار حضرات تنقیدی اَنٛکہٕ ستی یمہِ شارٕ سومبرنہِ نظر
ترٲون تیلہِ چھُ خود ہیٚے حآفظ -

اگر توٚہہِ یمہ اڈگرِ مڈگرِ بیاضہِ منٛز شارٕ تُ ژھآرِو - بہٕ کیاہ دِمہٕ ہوو جواب -
اگر توٚہہِ یمہ کِتابہِ منٛز فلسفی انہارسَ دوٚنٛترہ لگی و دِنہٕ بہٕ کوٚنت گرٕژھ -
اگر توٚہہِ ڈلوٚنٛ لل دید تہٕ نُنٛدہ رٕیشس چھیا بھاوِ پوٚش لاگٕ ہتی

شرمساری بناَرکس جواب دِمہ بہٕ ۔

اگر کانٛہہ کانٛہہ بٔنِد ٹارِ کھٔسِتھ وٕنیو ۔ چلو بکہٕ ۔ مےٚ باسہٕ کھی تام صاحبِ دِلن ترٛٹو تیٚرِ سِپتی نانے ہتس راہ مُسافرس ییٚہھ گوب گوب وٕرٕن ۔ اَمہٕ پتہٕ تہِ وننہٕ بہٕ مےٚ چھہ سَرہم بُتراتِ اُچھن مُنٛز ۔ تہٕ وونِٛڈ سٔرک زہر پر چھہ مےٚ بارہٕ بکہٕ اَنان تہٕ یاد چھم پیٚوان ۔ لا تقنطومن رحمت اللہ ۔ مِیانہ رحمتہٕ لِنشہٕ مہ گژھو مویوس ۔

دیوی بھاگوتک اکھ بٔندٕ ۔

ہے ماتا سرسوتی یہٕ سارے کاینات چھیٚتھن ژےٚ اکھ موختہٕ مال بناوِتھ آمُتہٕ گیانی لوکھ چھہ یہ سرِیت پرٛزناوِتھ ہیکان ۔ ہے گوری ۔ ماتا سرسوتی بہٕ چھُسے پرٛنام کران ۔

यस्याम एतत प्रोतम अशेषं मणिमाला
सूत्रं यद्चत् क्वापि चरं चापि चरँ च्

اکھ قلم کار گژھِ خانن منٛز منقسم آسُن ۔ تیٚتلِہ چھُنہٕ سُہ ادبس سِتی اِنصاف کران ۔ اَکِس قلم کارنٛس نظر گژھِ ہیکہ آن ساری سے بُتراتس سِیہھ پینٛنہِ ۔ تیٚتلِہ ہیکہ سُہ دعوا کٔرِتھ بُتراتِ مِیانِن اُچھن مُنٛز ۔ خبر بہٕ کیتھ حدس تام چھُس اَتھ بحرس کرانس ڈُنگہٕ دِتھ ہیٚوکمت امیک فاصلہٕ گرِو توہی ۔

خلوص کیش
موہن لال آتش

# غزل

سےٚ منز نارِ تیشو ٹگلن زُوان مشیاگیٚ شار
چِھ خوٚنچ سسَر ہوِی ٹرھان مشیاگیٚ شار
الانڈہن اوِیزان صلیبَ گِشڈان
چِھ الماسہٕ ٹُھرہن زُوان مشیاگیٚ شار

ٹرٹن منز گرِیبان ڈُہرِتھ پکان
چِھ اہریزِ پھُلی زن لبِکھان مشیاگیٚ شار
زُرِی جامہٕ بیٚلہِ موٚت چھُ بیثون کران
ژھرِن ماٗنزِ نمہٕ نے زٹگان مشیاگیٚ شار

گژھان ییٚلہِ چھِ ماجِین گُبرٕ قہر بُزی
رِجنازن اَنٛدرٕ چھی زُوان مشیاّٚنٛز شار

بُتل زن گژھان شورٕ بُزی چارسوٚ
سہ درشن ژٕکھر زن بنان مشیاّٚنٛز شار

مےٚ گوٚ وولٕنٛز سٕمیٚ اَکھ طلوطمُ وُچھان
توےٚ سٕدرٕ لہرن گِشدرن مشیاّٚنٛز شار

موٚٹھمُ بنیلہٕ ناگُک سُہ ہیٚشرٕ ریر موکھ
چھِ وولٕنٛز نارٕ تیٚژ نگل پھُکان مشیاّٚنٛز شار

# ارشادِ علمدارِ کشمیر

—o—

تس پدمان پور چہ للے ۔۔۔ تمہ گلے امرت ہیوو
سو ساٗنز اوتار لولے ۔۔۔ تتھو ہے ور دِتو دوٗ

نر ہیوٗ چھے ناران ہیو چھے ۔۔۔ الپتر ہیوٗ چھے اتھ ہتھ کپال
ڈنڈک راز رام ہیوٗ چھے ۔۔۔ اسہ تہ تیچھے اتھ کیا گال

تس لکہ ہجو پچھ گمہ ۔۔۔ اکی گوٗر نکھ سیو
یتھہ جانا وارن زٲجی ۔۔۔ تیٚتھ ہے ور دِتو دوٗ

—o—

وضاحت

گیانہ زلشی شند دھیان دارن چھ بہتر
ہیتھس ماٗتس علمدارس ہلم دارن چھ بہتر

(آتش)

# پوٚت کل

شینہٕ یِکھا ژٕ سون زالہٕ
نارٕ تیموٚنگل آلاٛنڈی چھِم
بہٕ چھُس پکان بُتایہٕ رُس
پھیٚکِن اُلاٛنز لاشس چھَم

نیٚبرِ سیکِل تہٕ نار زٕن
اَنٛدرِ نبس چھِ چاک ہیٚوی
خنٛدق منٛز شُنٛز وَچھَس تَنٛبھِ
ڈیٚکس لیکھان منٛز اِنقلاب
ژٕ نَے سرکھ زٕنٛہہ مستن
ژٕ کیٛازِ از جنٛگس پھُکان

مژگان چھِ ثرلیش ہرموکھَس
گنگا چھِ از زہر چھکان
کشپ رٕشیس وُنیب گوٚو
جلوٕ بھَوس چھُ آو آو

ژھوٚکیہِ شاہ ستی سرَن
دپان چھِ دیتھ پیٚپاسہٕ ڈُز
ژٕلِس خبر کپٲرِی یِتم
دِوان یمن یہِ شیر آٲس
ژوٚلکھُ بہارِ دارِ اُتلی
پوشہِ وَن کپٲرِی ژٕلی
گوٚلاب پھُلی نہٕ اُرنہِ پوش
ہوٚکھِتھ گُمتی چھِ لولہٕ سٔر

وٚولو وٚولو بہارٕ شوٚن
ژٕ دُچھ وٚنٔدس مٔنٛ نارٕ اُتنی
شہلی کُلَین جِگر وٚنٔدے
مٔنٛ گوٚژھ وٚنٔدس قرار یُین
بٔہ چھُس دتن ژٕنے ڈُلی دِوان
ژٕ کر ساٲ یِکھ بہارٕ شوٚن

# تہہ در تہہ ظُلمات

میٲنۍ جنت گار ہنٛز موج سپٕز تمہِ ساتہٕ نٔوفزدٕ
ییٚلہِ تسٕ سازگرِ راز دٲرِی سان باوتھ گرٕ
لیسٕ ژٕ باگہِ آیکھ تس چھُ جن پرکرِ ژ ژامُت
دپان سو جنت گار ہنٛز چھِشٕدرے یہٕ
مگر کامہٕ دِین شرم دار ہریٚنٛز اُشہِ ژالہٕ بارا
گُھژ ڈولہِ منٛزٕ تہٕ وآژ اَنٛدرِ م ناد ٹیوٗنگل ہیتھ وآرٕو

مۍ سُپُد زنہٕم ۔ اُمہِ مایہِ چھوٗس بہٕ دوٚدٕ گلین ہیتھ لیٚہِ خوف
مگر فِکرِ پیٹھۍ نٔنیوٗ مۍ یِتھ سماجس چھُ سارِنۍ جِن پۆرکرِ ژٕ ژامت

پوستکہٕ ۔ اصوٗل ۔ یخلاق پٔرتھ کاہہٕ اَمی خوفن ژوٗسمُت
اُتھی پوٚت منظرسٕ منٛز ووٚتُس بہٕ سکوٗل ۔ ماسٹر صاب نہٕ
آس یہے وٕنن گامٕتر ۔ دروازٕ اژٕ وُنۍ کوٗریم سو یہٕ شکلھ
بیتہٕ کوٗریم میٹھ میٹھ نہٕ دِتکھ گوڈنیُک درسٕ ۔ "قوم پرستی"

”بےٚ خوفی“ تہٕ ”تھٔدی آدرش“ ا

اَمہِ دۅ ہہ آو میٚے گوڈٕ بچہِ لیٖٹہٕ اُسن ۔ ٹھاہ ٹھاہ زٕ زوٗلم اَسن کھنگالہِ پرٕتھ
تہٕ ماسٹر صابو ژٕیٖوٚن زِ ژٕاس جِن پٔژکرٕ ژٕ ۔ میٚے پیٚیوو نٔندرٕ ژٕلشِن لوکچار
یاد ییٚمہِ ماسٹر صابَس وۅن ۔ اَلفہٕ بیتہٕ چھُہہٕ کُنہِ ترفسَس مانہِ نیٚران
کُنہِ دۅ ہہ چھُم ہلکارٕی ہوٗلٕ سُتھار زٕمہٕ ژیر رگن رگن ژھاٹھ کڈٲن
دپان چھُس یِم آدرش کھٕنمکھ ژپیو ہیٚتہٕ ۔

لوٗکھ مران ۔ مزار پرُونہٕ لیوان ۔ شُمشانن الاو
فرلیسٹریشن ۔ خوف ۔ دہشت ۔ اَتھی منٛز گژھان آلو
سبق چھُ اَلفہٕ بےٚ شوٗزوع گژھان

مثلَن ”ب“ ب گوڈ ۔ لورِ ڈ ۔ ب ۔ یِم
ب ۔ بُنیُل ”ب“ بُڑ ۔ ب ۔ بچہ ۔ ب ۔ بیمار
ب ۔ بیتہٕ ساری اَچھر اَتھی شُمشانَس منٛز دزان
مُیت سُکھران ۔ شُمشانن اَلاو ۔ سرہِ زٕژٕ ۔
تارِ گُھنٛجہِ ژٕٹان ۔ سن سٹروک سپدان ۔
بیتہٕ آلو گژھان ۔ سدا پشٛنتہِ سوٗریہ ۔
افتابک پرکاش روزِ نہٕ ہیتی ہتی ۔

کُنہِ دوہہ چھُم ہلکاری ہیوٗنی مُشد زہر پر
رگن رگن ژھٹ کڈاں
دٕپان چھُس یِم آذرش کھیمکہ ژٕپیشو سپاںٕ

لوٗکھ مراں۔ مزار پٕرنہٕ پِواں۔ شُمشانن الاو
فرٕیسٹریشن۔ خوف۔ دہشت۔ کیٚشہ وناں
سبق چھُ اُلِفہ پیٹہٕ شوٗروٗع گژھاں۔

مثلاً۔ ب۔ بورٕوٗد۔ "ب" بنٕدوٗق۔'ب'۔ بم
'ب'۔ بنٕتیلُ۔'ب'۔ بٔڈُرٕ۔'ب'۔ بچہ تہٕ'ب'
بیمار وغیرہ وغیرہ۔
ادِ باسیوو مےٚ اِنسانَس تہٕ اوٚلوس منٛز چھینہٕ
کانٛہہ فرق۔ اکھ تیٚلَس منٛز تلنہٕ یِوان تہٕ
بیاکھ خوفَس منٛز

# میثون شہر

مہاڑنہِ شہرک قطب مینار۔
آو سیمٹھ۔
تارکھ نہ کنُی۔ براںٹد اوک پاسے گاُہتھ۔
سڑکہِ وُجابہِ
ٹھکرِس ملان پاگل ہؤنہ
میثون شہر
لِونہِ پوتر ہیُو ترِ کو ٹھل
شال گُب نہ ٹاکہِ ژرر
ژرشوِ تار مثگان
شالس آتھہِ کرمہِ لیکھا
ٹاکہِ ژرر تہِ گُب
دو شوِے زنمہِ ژکھرس منز
بگرِفتار۔

میٹھوٗن شہر الیسراین رأتس للہٕ وان
گاش پھوٗل تہٕ اذان
گنٹہٕ شبٲہ
آلوٕ گرٕژھان
کانہہ ما ترٕو اپور
کانٛہہ نہٕ تیار
فقط
اَکھ نظر۔ نیٖچہِ اَچھ
سوٗرٕ ڈیرس تَل
کیٛاہ تام ژھاران

# اَز کالک شنکر

بہٕ چھُس اَز کالک شنکر
لوٚکھ چھِم لولہٕ سان
جٹا داری ونان

مِیانیو جٹو مَنٛزٕ چھ رٔتج گنٛگا وسان
ژرکہٕ شالا نیوٚن کٔمی تام ٹھگن ژوٚرِ
بہٕ چھُس نیتھ نوٚن گوٗمت
تانٛڈو کرہا مگر ترٛسِ کٔنڈی چھِم کھسان
کالاسہٕ کیٚن شیٖنہٕ ماہیٚن منٛز چھُس تاد گومت

وآلنہِ ہٕنٛد پارشد "ننٛدی" ژوٚل مے ترٛاوِتھ
بوروٚد کہِ دِہہ سپدی گوٚو خوف زدٕ
سمادِ منٛز ژھوٚرُم تہٕ وُچھم بیچارہٕ
دکھہٕ پٔرزایت لِس گالس منٛز ژوٚرِ

”ٲہی شا“ سوٕر زگتس نال وٕلِتھ
”پوستکہٕ ژاپان“ شوٗسوٗتر ناگٲلی ترآوِتھ
دٕریہِ تٕجو سہاتہٕ راکھشس فوٗج تیار کران
سمادِ منٛزٕ وُچھم یہِ دٔنٛدٕن کھٔہرن دِوان

میانٛ ارزٕ اشٕنٛگی ووٚمہ ما دُرگا روٗپی شِواٚ بھگوتی
کُستانٛ لارِ لار کران تہٕ بہٕ آلوٚ دِوان
”دُرگا دُرگتہِ ناشِنی“

# ہُمہِ بھڈِ کِس یارَس چِٹھی

لولہٕ وولا کاہنہٕ اگر پوٚک مِیانہِ آنٛگنہٕ کاآلہٕ زاہنہٕ
اکھ امانت چھُم میٚے زٕرٕ ٹھرِتھ بٔرانڈِ کنہِ تل تھوٚوُمت
خاب پنہٕ نی دِچھہِ پرُٗس منٛز بٔشِد گرِتھ چھِم تھاآوِی مِتیہ
توٚہی اگر یتِم آنٛگنَس مِیانِس ڈِوِ پھولہٕ ہن گولاب

ہنٛگ کِہُٹس منٛز راجہِ رٔنٛنی لَس ماجِہ ہُشِد تصوٚیرٕ چھُم
آسہِ وونُی تِتھ نارے پیمٔرٕ بیٚنہِ کھیٚوُمت کاغذ کیمپوٚو
پاسہِ لِلّے تھاآوی زلو تِتھ بتھ کھٔٹِتھ وونُی لوٚنچہِ مِتیہ
من اگر توٚہہِ دِیہِ گواہی واکھ لُلہِ ہُشِد باآوی زٕلَس
میٚلہِ لَس تسکین روٗحَس آو رٔنٛنہِ پھولنَس گولاب

ستمیہ پھیٖر گوٚو کرٕنز اویزان پھٕس بہٕ ییتھ ستھکلِس اندر
یارِ گژھہِن گژھہِن دِگنہِ ونہٕ وُن رایہِ پنٕریکٕ زیٖرو بم
آہرِ بلہٕ کِس آلبشارس تل پیٚنیومُت وُسی رازٕ ہلوٚنز
شورٕ ٹاسن مٔنز بٔجر کوٚت گوٚو یہِ سورٕے شالہٕ مار

یاسہِ لِلِلےٚ اکھ عرض فٔرِ یادٕ سٕنٛد تھآوِو ژٕ یتس
کاہہٕ اکھاہ توہہٕ مٔنز اگر لوٚک میانہِ آنگنٕ کآلی زاہہٕ
خاب مِیانی آنگنس میانِس وُوِو درجاتہٕ ناوی
بالہٕ ترٕوُن دوستن توہی ناوی زٕلو احوال میثون
شاپہٕ لدسے لالہ ہے ہے بالہٕ پُتی گوٚمُت ویلآسی

# میزان

بہ بیٹھ شہرس اندر روزان

لسان چھہ میانہٕ روٗس اتہٕ کاہنہ

اَسان گاہے وَدان گاہے

گاہے چھُس دارِ بَر ترٛٲوِتھ پران

نہٕ گا چھُس پکان سڑکن

گاہے چھُس تارکَن مندچھان

کُنہٕ میٚوٚنے مجے باتھا

یہ بدلان دِہنہٕ تہٕ ہاوان رنگ

گاہے دِگرہن ہندِ سوزاہ

دِوان چھُس ڈٲنی بہٕ طرفاتن

شُشنی شُنی لَس گرٛٹھان ہوٗ ہوٗ

بہٕ ماچھُس جوٗدِ گارِن کاگٕنشہِ تھوٚوُٕت
پھولدالَس مَنٛز
گوٗلالن ہُنٛد مُشکھٕ مُنٛزی مُنٛزی
نہٕ گاہے آبہٕ کُیٚ بَدلوٚ

کٔڈان وٚوٚتھ ہِش بہٕ خالبس منٛز
تہٕ مُٔژرانٛ دٔآرِ چھُس یامتھ
وُچھَان چھُس مرگُزارس پیٚٹھ
کرٛزٕن ہُنٛد بانٛڈٕ جشنا ہیٚوٚ

وِناں کُستانٛ کنس مَنٛز چھُم
ژٕ یٚیٚ ہیٚتٛر تھا سام پالَس زاہنہٕ
زٕ کُس چھُکھ یتھ سیگتالَس اندرٕ
وٕنتم کرانٛ کیا چھُکھ
میٚ دِژٕ پالَس نظر
سأرے بُتا آسی ہایہٕ بٔزی گامٕتۍ
نہ اوسُم ناو کاہنہٕ ییتھ کُن

پٔز آسِم برُونٛہہ پکنٕچ وتھ

محیطکُ اَند سفراوسُم
بہٕ زانٛ کوٚنسَ اِنٛدرٕ کُن زوٚن
شُروکیو مُت فلُ سٹاپکُ داغ ہیوٗ اوسُس

# کلیڈسکوپکی رنگ

اُتھرِ کینمبو گولاب کھبو
ٹسیکہٖ بٹنہٖ تہٖ ژاپہٖ ٹسی
باغہٖ ببرپھو جایہٖ کر
نارٖ تیئوٹگل چھ وچھ پھہان

گُبلی ونس ہیئوتن الاو
تیئوٹگل بُھرِکھ کرٹزن اندر
چھ لاشہٖ ووٹی ننگے نژان

بُنیل گژھان چھُ لا اِلٰہ
پوشہٖ پیرہن تہٖ چاک گییہٖ
جوبہٖ بُھرکان چھ نارٖ نا
زونہٖ ڈبن تتاب گییہٖ

خبر یہِ رات زیٛٹھ کیتٕر
قہر چھُ جایہِ ژیٛنٛژ کٔڈان
سٔرٛکہِ دۄنٛژ ۆلِتھ ٹھۄوکھ
کوٚلن چھُ ژٕلیشہِ ہٕشٕر ہیٚپاس

ینبرٕ چھُ ییٚپ بٹھِس ژٹان
اَنٛدرٕ چھُ نار گگ بران

گوٚلاب پُھلی تہٕ سۄرٕ گیہِ
یٔمبر زوٚلن ٹِھکانہٕ روو
خبر کیا آری سو شینہٕ ژھرٹ
بالہٕ یُتی گمٕژر وہلاسی

بُتا گِجمَ تہٕ سۄر پھۄل
ژِنیاہ موٚغُل چھُ ڈۆلہ ہیتھ
وُچھن خبر چھُ کیاہ شبس
وُنٛگان چھِ ہۆنٛلہ از ژۄ پأرٕ
دیان کوٚلن سُہ تار روو
خوٗدایہِ دوٚلی رحم ژٕ کر

# شِو چھُپے ٹھلِہ ٹھلِہ روزان

( لل دید )

ڈِوتا للِہ ہُشِلہ چھا ییٚتہِ روزان
لوزان چھِپہ میٚزرانٛج کَتھ
ییٚتہِ چھُپہ کاہٕنہ اکھ آہی سوزان
ییٚتہِ چھِپہ وۄنی مو کجارٕچ وَتھ

روزان تیٚلہِ آسی یکہِ وٹہٕ ساآری
وۄنی چھُپہ ییٚتہِ سمکھانٕے کاہٕنہ
ہِنی کاسس مِنز برٕہ نین تاآری
ییٚتہِ چھُپہ وۄنی روزانٕے کاہٕنہ

شِو ژۄل شُنیاہ پیٚتھ سُے پالَس
راکیرٹ کھُتی اسمانَس تام
وآرِش چھُپہ کاہٕنہ چیزٕے والَس
جنگل کھُتی شُمشانَس تام

# ہے ہناٸینو

یتھ آو رٕنیہٕ کیاہ زِ دٕہہ ولنہٕ یِوان ۔
قبرِستانن منز کرشنزن ہٕنٛد تانڈوٗ ۔
ہوٗلی وُنگنیہ ہوٗ ہراے ۔
جانورن بے قرأری ۔

بُنٛیل گژھِ شاید ۔
یمن نٔے زبانین چھُ آگاہ موکُل آسان ۔
گوڈٕ چھِ یمے رتہٕ چھیٚنیہِ لگان ۔
طوفانس منز ولنہٕ یِوان ۔

اِنسانن ہٕنٛز بارٕ کھینچ تہٕ چھِ بے زبان ۔
کلہٕ موٗنڈِس پیٹھ تھاوان ۔
تہٕ فِہی شاہ سوٗد ۔
اَسن کھنگالہٕ ژراوان ۔
بِچارٕ بے زبان آدم ۔

# شُنز

کُنےٚ زوٗن بہٕ منصوٗر دارس کھٕسِتھ
بہٕ چھُس شنز تہٕ کیاہ چھُکھ تہٕ ژھاران متیوٚ
گوٚآہی دِوان چھُس بہٕ ییتھ کال اوس
تہٕ اَز کال تاپُس دزان چھُم متیوٚ
وُشنز دوہ چھِ نارٕ وٕ جوٗدس ڈٕلِتھ
شہج راتَھ گیہٕ کوٚت وٕنمُ دوستو

پکان چھُس کنڈٕ لوٗ پیٹھٕ سفر در سفر
دَیان ژٕورِ ہیٚیو گاش جوٗدٕو گرٕوَ
توٚےَ چھُس الانٛدٕ ہن کھسان اَز متیو
مےٚ لُجمِہ چھِ سینس ہسَر زور وار
مےٚ گوٚژھ یارِ وٕنہٕ کُےٚ ہوا اَز متیو

یٚپ کھوٚت انٛدٕ وٕنٛد ساٚرس شہرس
آبٕ آب چھ ساران لوٚکھ
کوٚلہِ ہوٚکھ ہیٚوُر تہٕ
بینیہِ ہن چھاٚدٕکھ

ژھیرِ نٕ بانٕن تھوٚوُکھ ٹھان
کوٚلہِ یٚیلہِ برُژھ کٕمی تامتھ وَن بٕی

دوٚ پنٕس

دِکھنا راہِ نوٚدا اکھ داما
ہیٚوُر چھُم ہوٚکھمُت چھمہٕ باثرٕلش

# ہائیڈروفوبیا

ٲنٹۍ نارِ انہٕ کھ
ٹھنٕز بجوٚیہِ پھیرہٕ کھ
کرٕکہٕ نادِ ٹُلکھٕ

ہے مارٕ سپینٕز

ٹُکہٕ ارٕ ساتھا
بٹُھہٕ بٹُھہٕ وٲتِھ
گلہِ گلہِ چاےٚ وٕکھ ٹرٕیش

مگر کوٚل

اَزلہٕ بھوٚ چھے
گٔنہٕ مارٕ
تہٕ ژھارٲن ٹرٕیش

# نسٹلجیا

ژٕ اوٚسکھنا نوٚرٕ نبس راتھ تام ہتھلہِ وٚچھان
وِگنہِ وٚژن بوزان ۔ آبہٕ شارن نکھے ہی مالہِ ہٕشٕدی پیرٕ مینان
شالہِ مأرس منٛز دوٚ شُلا کران
جمألِ یاتکی سأری عُنصر چھِ بادام وارِ منٛز رقصان
ژٕ ہے دوٚپ ہتھاد چارٕ یا یہِ سوٗرے کیٛنہٕ موکلیوٚو
نہٕ نہٕ غلط فہمی چھےٚ
یتھ پوٚت ولنَس منٛز چھٕ! زٔلشی تھَنہٕ پیمِتی
ییٚنتے چھُنا للہِ سہزا شند امریت پھوومُت
کشپ زٔلشی چھُنا ییٚنیتی شارِ کایہِ باوٕ لوٚش لاگمتی

ژٕ ہے چھُیا ییتھ کالُک کاہٕ یادٕ وُوٚتر ذِہنَس منٛز
ییٚنیتی پیٹھہِ کھٔژنا رام رام بُدرٕ نی دوٚنی کاآلاسس پیٹھ
تہٕ سوٗرگہٕ اپسرایہِ لچِہ ناہی مالہِ ڈُری گنٛڈ نہٕ ۔

"گُل دُتھ پُری چھ مآنزرے راتھ"
برگہٕ شیکھایہٕ؟ ہُشر کلش وُچھتھ نا از بیٚیہٕ
نآپان ۔ اودیت وادٕچہ للہٕ ووٚن نا
"کتہٕ لوٗزٕ وَے میٚون میٚنتہٕ دِیہٕ تار"
یہٕ سہزٕ امریت روزٕ وُزان ملبوٗڈری گرزان
شری چکرٕ ناوٕ زنمہٕ ژُکھرکٕ ژنگ ۔
ژٕ کہو ونان یہٕ سوٗرے گوٚو گال کھاتس
اگر تہٕ سُپدٕ پرتھوی ہُشر گردِش گرٕتھٕ تھامہٕ
تہٕ سرلیس راوِ اتہٕ گتھ ۔

# ہُکاس

یتھ وَن تامتھ نارٕچ ژھرٹ گیہ کوٕلہ رادو مُنزی یِیر وۄتھ نار
وٕہی لد ژنگلَس چھینہٕ کُنہٕ شہلتھ چھینِہ لٔج یارِ ونُس بُتراتھ

انٛدرٕ وچھَس کھتی ژنگلے ژنگل ہبرِ ہینوتُن پٔرتھ ژنگلس نار
منہٕ سرکَس یئتھ سٕہکہٕ شاٹھَس یہٕٹھ چھینہٕ اتہٕ کُنہٕ انٛدرٕ روزن باتھ

ہُرٕ دِژٕ لۆلۆ گوٕبھ کرٕ شالوٕ یرتھ انٛدرٕ زامتی سوٕیہ ہنٛدٕری مۆل
ژنٛڈنُس لرِ لوٗزٕ کُنہٕ کُلی کھتی متی تخلیقس ٹھُرِ ستیلہٕ ژۆلپور

آبہٕ سرس مٔنز کرِزم دوٕ یرٕے میتی شُہمارَو اَتہٕ گرٕی میتی آلی
پادر سہہ اتہٕ زن دوٕلیمتی شورٕ مُلیتھ مَس والن تام

سرپھَس کُمہٕ تاژٕ عاۓنکھ جوٗزمُت میکھل یٕدٕی چھِس زوراوار
تیلہٕ آسی ژنگن تیہٕ زٕلشی روزان بوزان یِتم آسی منہٕ سنطوٗر

وہ ڑی اتۂ یاگی ہئسی وہ پڑیہمِتی لتۂ موشجۂ من سر کوزہم پلوٗر
سوشچان یئیلۂ چھٗس من چھمٗ ترہران لوٗگ زن کینۂ وہ ہیۂ جنگلس نار

گرِڑہ کوٗت آدم ہیتۂ ہنۂ ووٗڑے ٹھوِ کیاہ ڈوٗکھ ہیتۂ شانن سہاتی
ژیبرِمہِ ناریچ ژھٹ ییۂ تیلپس اندِرم ژھوٗنڈ تام دٗزی ڈزی ییمن

بیتہ کیتھ شایہِ سمو اُسی سآری بیتۂ کس باوٗ اندرِم حال
منۂ سرسیے یوٗد کُنڈی وہ پڑیہمِتی توٗتہِ چھ بُٹھی پکہ ٹس باتھ

یوٗدوے جم جم ہیئیہِ اتۂ کُنہِ اثہ بیتۂ کیتھ کوٗنس منزہِ ینیہِ لاش

# شاٮ۪ل تارکھ

وُچھِم کمہٕ تیٚاہ منٛزٕ راتس شاٮ۪ل تارکھ
عجٕبے باتھاہ وُچھِم نظرن گوٚمُت ناٮ۪ل
بہٕ زن شینٛگاسنس پیٚٹھ ہیٚنٛدرِ لوٚکس
تہٕ بوزان وِگنہٕ وَنہٕ وُن رایہٕ نیرِن
گٔہے تلہٕ پیٚتی دزان تاپہٕ لی ولو پیٚٹھِ

گٔہے بوزُم تُکن ہٕشارِ شورِ گوگاہ
ژٔلِو لوٚکو ہیٚنٛدرِ منیتھ ژٔلِو ہو
مکانَس اَز ژوٕ پاسے نار لوٚگمُت
گُٹھین تےٚ برٕشنگن نارن کوٚرُن اوش
ہیٚتشَس تےٚ زونہٕ ڈٕبہٕ کُن نارِ تیزان

بہٕ زَن بخشِشَ منگان چھُس رامہٕ ہوٚنِن
گٔہے تارکھ نبس منٛز گرٲیہٕ مارِن
گٔہے ڈٲلینشان پٔری مشوٚل منٛزٕ ستین
وزان سیتارِ سنطوٗرٕ آنہٕ خانَس
صُبح پھوٚل تےٚ دُنیا دِیمہٕ دپہٕ وُچھ منٛز

منٛزٕ دوٚپ گرٕصنا بہٕ بیٚنیہٕ مُستی اندرٕ غآب
نہٕ رٹہٕ ہکھ نالہٕ متہٕ ییم شاٮ۪ل تارکھ

# ستہٕ ژٕلشی

سَتہٕ ژٕلشو لوٚتہِ گُھتی وٕ کرمتٲلِس نبسَ
گماشہِ تارُکھ وُنہٕ گٲھِتھ پردَن اندر

ژرانہٕ گُنہِ ڈُب ڈُب کران کُستانی برَس
رایہِ گُمی ژنزِ ژھالہٕ ماران ژٕرِ وٕ یور

وُنہِ چھِ شُل ژادر وٕلِہ رۆزِ وگُھٹِتھ
شَب گرُد یِنہٕ نیہِ وٕ لوٚسہٕ میٚکھن مُتھِتھ

# ہآری شاتھ

ژٕ کیاہ چھُکھ مےٚ ژھاران وجوٗدس انٛدر
مےٚ گُیہِ وآنٛسَ سآرے کیٚھ گوٗش وُچھان
چھِ ییٚمہِ دانہٕ کیٚھٕ مٔنٛزرِ پکان حآری شاتھ
وُنِل گٔنٛز تہٕ گُلہٕ پٔھچھی وُچھن کالہٕ راتھ

کلیشوٗمُت بہٕ زن طوطہٕ باغَس انٛدر
چھِ ون ہارِ ڈولان سوٗرس انٛدر
پھَمبہٕ پیر، شُتوٗت چھِ ہآرِتھ ہیہِتھ
کِنٛج، طوطہٕ کوتسوٗر چھِ ژٕ ہیٚتھ گٔمتی

گوٗناہ جانہٕ وارِن چھِ غآلِب گٔمتۍ
لوٗرے شورِ ٹاسو چھُ دوٗلمُت وجوٗد
یِمن چھےَ اُچھن مٔنٛز درٛان آوٕرِنۍ
یِمن ادل نیٚومُت چھُ جوٗدو گرَن

کنتھا اَکھ دہنز چھم ہیٚے زلہٕ رازٕ ہیٚے  
ژٕ کیتھ پیٚہ ڈٕ رُوان کلی یمن شاٹھنے  
ژٕ کیتھ پیٚہ ڈٕ وناں اَز سمت تھاوزٕ رگو  
گگر ہُدٕ چھِ لجُمتز شاٹھس ژوپور

مشاروٕ سانے چھِ شینَس ڈُلیتھ  
لبَن مشنز جران چھُس یمتَن حاٰرٕ شاٹھ

# بہٕ کیاٛزِ وَنہٕ پوٚز

ساٗری اگر ژَھل وُنِتھ بل چھ ناوان ۔
آدرِش مہتِ ماٛنڈِ کران ۔
پرمیٖراین کلہٕ ٹھوٚس دِوان ۔
ہی تھرِن لتہٕ موٚنجِہٕ کران ۔
پیٚتھ شنگرِن اوٚبرٕ واہران ۔
دودٕ کولن درٕ ژٹان ۔
ناگہٕ راٛدَن ہٕنٛزٕ وُزلی تھامہٕ کرَان ۔
اَسہٕ دِہنِ ہوٚنجِہ یکہٕ تہٕ بُتھ نہوان ۔
پیٚز وسہِ تہٕ بروٗنٛہہ کُنٛ دکہٕ دِوان ۔
بالہٕ ترِ تہٕ ژنگن موٚرِ پیٚتھ دِوان ۔
دفترچَن فایلن غاٰیب کران ۔
گُگی گنٛڈِتھ راژن بروٗنٛہہ کنہِ اِستادٕ روزان ۔
کلہٕ ینٛومرِتھ یادن میٹھی کران ۔

یہِ سوٗرُے تگہِ نہٕ مےٚ ۔
بہٕ چھُس ینمہِ سوسایٹی باپتھ پیراساٗیٹ ۔
امے چھُس پوٚز ونان ۔

# جنگلی وتن پُری نژان

(واکھ)

اُنڑری اُنڑری ژُنڈر گوڑرُم
ہنبری پھوڑم نیل تابھ
شاپل ولو یہ گس پھوڑم
دارس وڈلمُ پنن شابھ

ځنگلی وتن پُری نژان
شہر شہر گرھان سوڑری
زژل پری ولٹھی گرھان
اُلٹس تلاُن پینہنی پوڑی

آدم کُنے نادن سنان
وادن مھان یادن پیٹھ
آدمی سرس سگے تھکان
ستس ژھوکان پننی سیتھ

اَنڈرِم کول گیئیہ ہتھ ٹُنڈ سارے
نیمبرِم عالم نورے نور
ژہیپ دِتھ ہتھ گیئِہ پنہ نی مارے
تارے ژہاراں کنہ کُے دور

کمپیوٹر ماتیلہِ اوُس آمُت
سبنرِک اکھ سمارا اوُس
مانے ہوّل یئیتہِ خرفن زامُت
تیلہِ مایتھ گٹہ کارا اوُس

ہجہ کجہ وتہِ چھُرہ زاہہ یئیتہِ تھکنے
سبز وترِ پیٹھ گیئہ گاسکی ڈیر
ہلہِ بلہِ کرنس چھُسہِ کانہہ درنے
قرنے بدلیتھ گو اسہِ ژیر

آسمانَس ناڈ زن گو اِضطراب
کامہ دیوس گو چھو کل سوُرے وۄبوُد
راز ہ پربت بیٚیہ ہمالا کانپہ نیوٗد

بالہ دامنہ لوٚکہ ارسا ہتا پکان
دیہہ ور نظرن گرٛتھان بیٚیہ ژھایہ گیتہ
نارہ لاڈ ہو بہ ہٹھی پکان المانہ کرٛنز
زوٗنہ گاشِس تل کِتابن مانہٕ رٕژو

اَز چھ رآدِس تِل گمِتہ شوقل نِشان
دیہہ وۄتھانِ شمشانہ کے اسمان تام
سیرِیہ ودشلن زن گوُمت کرِیہیادہ بزی
بلبلن از رٕژو مت سوٗنتک شباب

# محیطکُ سر

میانہِ آہگنی اَز نبسَ نیہہ ڈاو لوگ
زن مئے بَرنیاسَسِ تہِ گوُ مٹرن صدا
میانہ کوٹھرِ اَز ہیوتِن کرٹینہیر تتن
تیرِ موکن ہِشَ ، ڈلیِھ ٹادر کرِہنی
بڑاندِ کنیِ یوسہِ حاَرِی ثاتن ہشنرشرک
چھم دیاں از شوقہِ میٹر آلوَ گرِھ
از مئے باساں نیرِ نوّن دلوِ آختا

باغہِ ڈورِن کلی زنزہِری گرہ مٹر تتناب
آلتارن زن ژوہ باسے گوّل وژبود
سٹرکہِ پیھٹیِ جبیبی ہنیومُت تیرِ رستی
ماجہِ گستان شُر وچھس تا رآسی گو
بے خبر زالس پھشیومُت راز ہوُنز

# وُنیب

کُس

تانِ اۄس وَنان

"بہ لاگے باوِ کوسم

کُنھہِ تانِ لاَیِس کرٕکھ

ہَیو اِیڈٕرسہٕ لِگانٕ آدم زادا

ژٕ ییٚ کُسوٕ بھاو چھُے۔

مولہٕ وۆتھمُت آدم۔ شُنثرٕ ہیتھ نہٕ کہِیش۔

کایا موکلیمٕژ۔ ثرانٕدِ کِنہٕ تٕرٲسِ گوٗمُت۔

لبہٕ آو سے مٕژٕ۔ پوستکہٕ کاغذٕ گیٚنمبو ژٲپہٕ مٕژٕ۔

پٕرزٕنتھ موکلیمٕژ۔ سارِی ہے اَتھٕ ہُبٕ لگمٕژ۔

جانوارن لۄنتہٕ ژٕٹان۔ قلمَس نہٕ زٕلوٕے۔

کرِنٕز نٕژان۔ نٕرٕدس گِنٕژان۔

سکہِ شاٹھ زٕ ہیٹھ زٕ ہیٹھ۔

تارٕکَن گچھِر۔ کُنہِ چِنیٚرس نہٕ بھاوٕے۔

سوٕرے مولہٕ دۆتھمُت۔

ژٕ کَم بھاوِ پوٗش ہیتھ پوٗزٕ یہٕ درامُت۔

# باوتھ

یارِ گِہلِس مٔنزٕ پرٕتھان شوقٕل وٕجوٗد
لولہٕ شُدرِس کم ملرٕ ہٕکچِھن گِنڈِان
بینِہٕ لِوانٕ شوقسٕ ہِمالے پوٗرِ کِنہٕ
بینِہٕ کھانٕ وٕ شلُن چھُ یانٕژالس ژوٗلوٗر

تاجِہ کِنہٕ فنکاری ہٕوٗرِتھ لیس کلَس
سرٕ یِہہ کولن ہُندٕ ہرمو کھس وآہرِتھ ژوٗلوٗر
وِگنہٕ وِنہٕ وُن لیس پرِستانٕ اندٕر
شیِنہٕ تیٖنشالِین کران اسمانٕ مِثُل

واو سونتکُ کارِ بتِ پھولرِتھ لیکان
کامہٕ دلوٗس لوٗشہٕ یادٕن میٹھی دِتھ
کامہٕ زُوِ ہے بکھ برزلوُن موٗ ختہٕ یار
شوقہٕ کِس شُدرَس اَندٕر پیچُ واوِ رِنگی

# داٗر

تلا زیٛنِو ژوابا داٗر مُشرِو
ہیٚ چھُم کمرٕس اَنٛدرٕ روٗزِتھ گوٗمُت دَم
زلِہری زآجو ژوٕپاے زال وٗونکھُ
چھِ وونٛی میانیو نرہ لو پیٹھی زال داران
میٚ باسان زَن لبن پیٹھی دلو ڈرٕٹھانگ
گرٛژھان آواز برٕلے زَن یچھن ہنٛزٕ
گرٛژھان قطرٕ نِنھِتھ اُبرٕٹری بال تےَ کوہ
پیٚیوان تالو وجوٗدس زن گرٛژھان سوٗر
پیٚیوان تیزاب زن لشمیٖنہٕ پلوَن
میٚ گیہِ سآرے جوآنی ضایہ اُکھی مٕنٛز
تلا گرٛی لوَ جِگرٕ اَز داٗر مُشرِو

# تا شوق

اَکھ بُزرگاہ سڑکہِ بیھٹ گو گاڑِتل
دارِکنِز وُجھنس ڈکس سنج دزِہہ کھوِس
ہوٗنی زن آوارِ پھیران لسَ    وُوٗنن
سڑکہِ لیُس رتہ چھیاپھ دِتک سُے زایہ گو
شُری کھیلِس بیھ کُن سہ تراٗوِتھ گو عذاب

شوٗقہِ بُشر تا شوق سینس مشر چھیھ
زن سو قلوپطراہ وُجھیم سڑانسَ وسان
زاآری وانا لوٗگ تہ بازر تیسز گو
ٹھیلہِ گُرش تامیھ گڈِکھ گٹہ کاروُوٗیھ
لُجّ خریدآری تہ لبَس قلوپطراہ کِنکھ
یاآلشہ گُرش تامیھ تہ لبَس سوداسپُلہ

شینہ ژھٹ آس رآلی رالس کوڈہ مُنتری
شہر گامے لوٗکھ آسِے دارِ دیھ
ٹاورچہ گرِہ اوش لبَس ٹکِ گزھان

# کرٛنز

سڑکِہ ببھڑ آوارِ ژھاین ہنٛشِ جلوس
مرگذارو پیھٹڑ نژان الماسِہ کرٛنز

نارِ برٛیہہ ژھٹِہ وُن خبر گستان وجود
اَکھ قدم پکِہ ہے مگر سپیدلوس کرٛنز

نیلِہ کِیس آلبسَ گرٛھان بیٔنیِہ ژھایِہ گیِتی
آدلُن ژابان قدِ آدرِ رآئلین

اَتھی دعہ لابس مثنز گرٛھان لُبستی فنا
فلسفکیِ دفترِ گرٛھان رآدِس اشٛدر

کالہِ ظُلماتسَ اُشٛدر روشٛس وجود
بس فقط اکھ کرٛنز موژلیوٛ ژھاین اشٛدر

زاہتھ مُشرہتھ تاپہ ٹیٹوک زلن رآسی گو
سڑکِہ بیپھٹیَ آدارِ ژھاین ہشٛد جلوس
نارِ تاوین کُن پکان الماسہِ کرٛنز

# غزل

لوٗلیچ تہٕ حُسنٕچ چھِم کُنی توٗرات اُچھن تل
وُنہِ چھم مےٚ مُژھلی ژہی تہٕ زُنبلی خاب اُچھن تل

کانٛہہ کانٛہہ چھُ گرٛژھان نظرِ یمن یارٕ بلَن پیٹھ
نتہٕ چھُم وجوٗدُک نارٕ دٕہہ سفراتھ اُچھن تلَ

وُڑ راوٕمژ چھمَ لاش بہنِز واَناک زوِس منٛز
وُسی وُسی یلوان چھُم نبَ کلسَ واہرات اُچھن تل

وُنہِ چھُکھ نہٕ آورُمت ژٕ نمو زان غنیمتھ
نتہٕ اَنِ تخیُلہٕ منٛزی لگےٚ حالات اُچھن تل

چھُے آتشَ وَنان موٗرد روزَن رازٕ بلَن رٲچھ
ذرامُت چھُ سُے فوٗرمان وُچھ ساراتھ اُچھَن تلَ

۱

کرگھ نا ترلشہِ ہترِ نے دِلبُری اَز
سٕنکلی وٕتھ کربلا گوٚ خوٗنہٕ سُری اَز
فرِاتَس چھُس منگان اَز ترلشہِ داما
کرگھ نا بے سہارن سروری از

۲

لگےٚ ناوِس مےٚ دِم پرزنہِ بہٕ وُچھ پان
خبر کمٲتیاہ ورگَ بدلان چھ ہر آن
ہِہر کر پھِر جٹوٗ منشرِ از مےٚ ساگر
الاوَس منشر دُناں عطرے سمنڈان

۳

بہٕ چھُس آہن پننَ منشر ڈہی گوٗمُت پوٗش
رِنیٖشوٗمُت پن تہٕ افسانَ وٕوٗتھمُ بوش
تخیٖل گوو سیاہ راٗڑن انڈرِ نمٲب
کھشٔڈرِ باسان زرگت پالسَ گرِتھ اوش

۴

پیپا سکہِ وانہٕ کتھ نٲگس وٕوٗلتھ پان
ہوٗکھُم ہیُر ترلشہِ وادے گوو گلیتھ پان
تھوٗ وُتھ لولس بجر برٕی برٕی دِ تتھ جامہٕ
مےٚ کتھ پیٚتھ ولنہٕ آہتی لبَس چھ شمشان

۵

بہ چھُس بہ چھُس وُچھان تھوٗکُس
ژوٗلُس ژلان ڈوٗلُس کوت
پھوٗلُس کنڈِ پِنہ اندر گوٗلُس
بژرگن گوٗنڈُس پینچن پوٗت

۶

گران گران الشِر گوٗرُم
پانس پھوٗرُم ہنُن شاپھ
کرِہنس منس کیشہ نا توٗرُم
تمِ شہلس پیتھوٗ نا تاپھ

۷

وُے لیس چھےٚ دِلس تمی نا لوٗبے تار
گنبر مانُن تہٕ البا وُن زگت سار
ہوٗکر کھینہٕ گرد تہٕ باسس ٹاٹھ نعمت
ژلیشوٗ ساہتو فقط کوٗر وِشکہ آبار

۸

یہ کُس تے بینہٕ ژکُس ترآوِتھ لبکہ دتھ
گُنے آدم مُرِس احساس بینیہٕ رتھ
فرق چھنہ وِشکہ دانچ یوٗد سنی کتھ
علم دارن مشرگین منز بو سُدرِ چیتھ

۹

بآروے نکھٕ وال تتہٕ چھےٚ تولُن
شانن پیٹھ ہو گوٚبراو بور
راوُن لنٛکایہِ مشنر باگ زالُن
اد مُشراوکھ برہنن نور

۱۰

سو دامنز پاٹھی چھُس لوبخن ولان لول
گدِ اگر ہے وتن چھُکرِتھ تھوان اول
خبر کمُی ووٚن یِہ گوٚو گو نماتھ وقتک
تتنَے بیہٹھ چھُم مےٚ گراین منشر تلان لول

۱۱

کرِکھ نا اکھ نظر سوٚہم گرتھ ہیم سر
اناالحق ووٚن گوٚرن دیہس ژُجم تھر
فنا گُژھ تھےٚ چھُ سیرن ٹھاپہٕ روزان
منگ شیٹھ دل پھولان تےَ شُنی گرتھان

۱۲

حق سیر ہوٚ ہوٚ الیشر گُنیے
کیتھ مالہِ گنشران دوٚ گنیہ دِیاڑ
منہ مادھوِ گژھِ سنہِ اد نوٚنیے
منہ پیٹھس پیٹھ لبہن یار

۱۳

ہلِین بانن وُکری از ہٹاپہ بھاوِم
اِبھیاہکی شاٹلی تار کھ شنی منے ناوم
اندر اٹی بھے زھُوزرے دِیہہ دارڈیہ ٹھُم
نبر نیرِتھ پرکاشکی راز باوِم

۱۴

دَیا ساگر زنے چھے دیہ گتھ اکھ منتر
چھ اگم موختہ داہران زنے کتھن منتر
بہ چھس اننزان خبر کیاہ چھم منے گیاچ
سِرن ہشدی گنڈ منے چھکرِم ازوتن منتر

۱۵

وونُم للہِ ماجہ گوبرو مَن ژہ شہلاو
ژھرِ ہو اتھ وے گرہن مَتہ کرتہ پاراو
پرکاشک یوّد زبے چھے اگر وچھن از
ژ بنتک ژینُن منک منتھر ژہ ٹھراو

۱۶

منک کوتر ژلان چھُم سرسے دور
دزان لنکا نہ بہتھرس بہیٹھ بیوان سور
"اہم" میونے "بتا" مِیانی چھ گالان
منے کر دوہ نی تھپھ اتھس ینہ ناوِ کونتور

۱۷

دِوکی ٹل دبرِ موٗمہٕ گوٚل مۄشگھا
بھوٗ سپرٕ اوٚنتھا ستہٕ کپُ راش
سپشایِ واُلِس مشنر سوٗرہٕ ساس مۄلتھا
کاُلاسہٕ کوٚہہٕ نیتھٕٹی لبہٕ ہٕن لاس

۱۸

سہزانشد چھُم منہِ مشدرس منشر
سوٗندرس آلہٕ وُم ستہٕ زٔنگی دِپ
پوٚز ییٚلہِ کوٚزمُس گیاپنہٕ کِس لدرس
ادٕ گوو ہشدرَس سوٗنہٕرٕی ریپ

۱۹

سبھاہ پرآنی یہِ لُرِ وولی زوٚل ہکن یاے
سوٗدامَس وُنہِ دِلَس ہن ہن اَمچ ماے
کِلپوٗ ستی دارِ بر اَتھ چھِپی کرِتھ بند
لبن پیٹھ چھَس خبر کمہِ زمنہٕ چی ناے

۲۰

دوٚنیم غافِلہٕ سوٗہم سوٗرتھا
سوٗ گوٚو دوٚشوبُ سپُدٕن ہِشِیل
گیا بچہٕ توٗرِ ستی دِیانہٕ بل گوٗرتھا
دھارنایہِ ہیرِ کھَس وُنہِ چھِ شُل

